DATE

Notes

بِسۡمِ اللّٰہِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡمِ

بِسۡمِ اللّٰہِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡمِ

بِسۡمِ اللّٰہِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡمِ

بِسۡمِ اللّٰہِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡمِ

محترم المقام واجب الاحترام بجناب حضرت

فقیر شیر علی محمد بٹ صاحبؒ باغوان سلسلہ قادری

سپدی مورخہ ۹ ماہِ جمید الاوّل یومِ جمعرات ۱۳۹۷ھ

بمطابق ۲۹ اپریل ۱۹۷۷ء شب جمعہ بوقتِ ۱۲ بجے رات

گیتھ پردہ پوش تہ بروزِ جمعہ ۱۰ ماہ جمید الاوّل ڈیہچہ ۱۲ بجے

آو تہند وجودِ شریف سپُردِ خاک کرنہ۔

شیر علی باغوانہ خونِ دل زالو
کُلمگ گاش چھے اَدہ پر بزلان
لامکان یار چھم بہتھ خوش حالو
ہاکلہ والو چھہا مو لعل

# فہرست

DATE

# لولہ چانے چھس نالہ دوان



لولہ چانے چھس نالہ دوان　شیاءً اللہ یا شاہِ جیلان
مُشکلن از کرے توم آسان　شیاءً اللہ یا شاہِ جیلان
تڑیہ سوا وَنے نہ کانیبے　حال میانی معلوم تڑیے چھی
داد ہن میانین کرے توم آسان　شیاءً اللہ یا شاہِ جیلان
از گومت چھس بو دِگیر　اَتھ روٹ کر یا پیر دستگیر
زار بوزتم یا پیر پیران　شیاءً اللہ یا شاہِ جیلان

مُحی الدین دُوپنے تڑیہ ربی　زندہ تھوُ وُتھ دینِ نبی
اسم چھون چُھم دین و ایمان　شیاءً اللہ یا شاہِ جیلان
سر بو وندے چُھکھ میون سردار　غم میٔہ کاستم چُھکھ میون غمخوار
جان و دِل بو کرے تڑے قربان　شیاءً اللہ یا شاہ جیلان

پیر آسان چھکھ شہرِ بغداد
پاس اللہ بوزِ میون فریاد
نالہ دِوان چھُس بوٗ دل و جان
شیئاً اللہ یا شاہِ جیلان

ناو چانہِ ستی عالم چھ لُستھ
پلے چون چھُم ڈُلِین کھٹِتھ
جان بو وندے چھُکھ میون جانان
شیئاً اللہ یا شاہِ جیلان

تاب چھُم نو چھیم بے تابی
اَزٕ کرِ شبے یتہ مو خابی
سے دِلس منز میٔہ تہ چھُم ارمان
شیئاً اللہ یا شاہِ جیلان

میانہِ پیرو بوزتم سہ زاری
دوٗن پادن لگے پاری
رٹتھ دامانہ شیر علی باغوان
شیئاً اللہ یا شاہِ جیلان

---

Notes
DATE

# نیۓ منز غآبی آلو گے

نیۓ منز غآبی آلو گے — تنہ چھم نالان دردٕنے

اولے اوس الف کینہہ تے — ب گوو محمدؐ بازنے
سردار سون نبیؐ عین کینہ نے — تنہ چھم نالان دردٕنے
احد س احمد ناو کورنے — محمدؐ لاگِتھ بازار چھے
بے بوز عاشقو ژٕکھ سوے لے — تنہ چھم نالان دردٕنے

بُنیادِ آدم اُمی لوٚدنے — ژورِ چیز آدم آڈروونے
ذرٕ ذرٕ شبنم اتھ ترووونے — تنہ چھم نالان دردٕنے

الست بربکم اورٕ دوپنے — قالو بلیٰ اقرار چھے
پانس پانے گورنے یے — تنہ چھم نالان دردٕنے

نآیلن نیہِ منزرِپے میے وؤنٹے    مَن عَرف نفسہٗ آیہِ بلوزمے
پانَے تیلھِ ہیٹرِ بوہ نے    تہ چھَم نالان دَردِ نے

پینہ لِس پانس کاسکھ کھے    کُل شَئ ہُ حَے سرسپدی
کُن فیکن آیہِ پوزمے    تہ چھَم نالان دردِ نے

کینژرن بنیاو دیدِنے    کینہ گے شتید ژھاران پلے
کینژرو ناو بوُزے نے    تہ چھم نالان دردِ تے

ثیر علی باغوانہ چھکھ ژِ کیہنے    پیرس پینہ لِس سر میّہ ووندمے
مورشد میون چھے عین کیہنے    تہ چھم نالان دردِ تے

~•~

Notes

# ہوش دار گوش تھاو بمس تہ زیرس

DATE

ہوش دار گوش تھاو بمس تہ زیرس ہے کرے توٗرس لولہ مَتہ لاے

گوڈنے سر تراو نشہ تہ رے پیرس سیر حق باوی پیر اسرار
دَپیہ یو کن تھاو بمس تہ زیرس ہے کرے توٗرس لولہ مَتہ لاے

پاتو پان لاگ تاوِ توٗندوٗرس پننے عالم تہ رے پکہ ناو
گٹہ منز گاش ہو بنی شروٗرس ہے کرے توٗرس لولہ مَتہ لاے

تار میہ چارم سازو سنطوٗرس دمہ دمہ دیپے ہیز مس ملے
بادم سپدِ تھہ کار بہادوٗرس ہے کرے توٗرس لولہ مَتہ لاے

شش کلہ اندرے گوم اظہار معنے تمہ کے زانہ ہشیار
آکو پننی دیلو حضوٗرس ہے کرے توٗرس لولہ مَتہ لاے

عاشقو بھٹاہ لآے لولہ سوّ دورس    دوٗرس بیپنز کھے دَرِچی زان
آبر لشہ تاب کتہ رُود کوہ طوٗرس    تہ کرے نوٗرس لولہ متہ لاے

شیر علی یا غوانہ تراویسہ غم    تارُون تاوِ چھے رُٹھتھ نم
دامانہ ربھڑسہ پینہ لِس پیرس    بہ کرے نوٗرس لولہ متہ لاے

—•—

# پانے تن تے پانے من



پانے تن تے "پانے من　　پانے تیلھ ھیرِ بون
تریٖے نِش شرف لوٹب آدمن　　پانے تیلھ ھیرِ بون

حضرتِ آدم لدٖنو تھن　　ملکن دوٹیت سجدٖ دیٖن
انکار تھہ کوٹر اِبلیسن　　پانے تیلھ ھیرِ بون

وحدتہ اندرے کاینات دراو　　کھہ دیان وحدت کیاہ کرس ناو
معنے تمِہ کے بِرِندٖ زانن　　پانے تیلھ ھیرِ بون

معشوق پینہٖ نے پاٖدٖ کوٹر تھن　　عاشق پینہٖ نے پانے جھم
ذاتس صِفاتس چھپے ملہٖ ون　　پانے تیلھ ھیر بون

شرلیعت امرِ ذات گوہٖ ڈیالتن　　طرلقیت پادٖ گرتھیو ظون
تی فرموو لتے پانہٖ نبیٖن ؑ　　پانے تیلھ ھیر بون

Notes DATE

آیینہ ہینہ لوئی صاف کرنن = جبین البقین بناونن

سوَرے والضحیٰ وارِ وُچھتن  پانے تیلتھ ہیرِ بون

ظُلماتہ اندرے لعل تابان  زانہ وُنہ دھیان تھاو وچھکھ عیان
لعلک معنے ڈنگل زانن  پانے تیلتھ ہیر بون

مَنز دریاوس لاے ساتھاہ  معلوم سپدی شہنشاہ
اَتھ کوَر پوَ ساَنی حضرتن  پانے تیلتھ ہیرِ بون

دریا محیط پیے در پیے  اَتھ ستھ عاشقو تھاوَو لے
سرِ عرّتی کوَرنے جبریلن  پانے تیلتھ ہیر بون

تیر علی باغوانہ وُچھ سہ عیان  نِشہِ چھپے پانس دوُر موزان
ہے کُے معنے نِشہِ عارفن  پانے تیلتھ ہیر بون

--

# بیدار کرتن پننہٕ ئے پان



بیدار کرتن پننہٕ ئے پان
نِشہٕ چھُے پالنس دوٗر موزان

سمیعُ البصیر آو فرمان
نِشہٕ چھُے پالنس دوٗر موزان

رہبر پننہٕ ئے ہاوی گاش
بیدار سپدی اَدٕ ژیٹے آتش

گاش یِتھ گٹے کِتہٕ روزان
نِشہٕ چھُے پالنس دوٗر موزان

باغس پننہٕ لِس چھُکھ ژٕ باغوان
الہ دِلو بیوٗن بیوٗن پھل تیر جان

ذِکرٕ ہند بیول وَو فکرے عَیان
نِشہٕ چھُے پالنس دوٗر موزان

بشتش کلہٕ ینہٕ راز باغ بہناو
ستھ ناگ سنبھال کتھ ژٕ تتس تھاو

تم چھِ پانہٕ واتِ آب باگران
نِشہٕ چھُے پالنس دوٗر موزان

منصوٗر متی کور ان بیان
دار پیٹھ یارس زار ونان

تس کِتہٕ سوری بنہٕ کیس آن
نِشہٕ چھُے پالنس دوٗر موزان

ظلماتہ اندرے شمع پرزلان     پروانہ لوگمھ وچھکمھ عیان
بے گمانہ پونپور پان زالان     نشہ چھے پانس دور موزان۔

حضرتِ موسیٰؑ کوہِ طورس     انتظارس پراران حضورس
ذرہ اکرِ موسیٰؑ اتھہ موران     نشہ چھے پانس دور موزان

رندے چھکھ پانہ منز پرِ بزناو پان     ژہ تس پاو کل من علیہا فان
ینہ کھے وچھ سہ لایبغیان     نشہ چھے پانس دور موزان

سودرہ منز لدہ مال وچھ سہ کھسان     پھلہ پھلہ گنز راوتی گوو جان :
پوختہ کار موختہ ہار بھٹہ کھالان     نشہ چھے پانس دور موزان

کنہ مے باوتم کنزرچ کتھ     ستن ہاوتم اکے وتھ
شیر علی باغوانہ لگس قربان     نشہ چھے پانس دور موزان

Notes DATE

# دو ہنونی عالمن چون مُلہ مایے

دو ہنونی عالمن چون مُلہ مایے    وڑلتھس مایے ہا مدلو
جوہر چھے وچھان یمے دوہر گرایے    وڑلتھس مایے ہا مدلو

عاشق زوہنیے وُچھنے درایے    ڈہکس چوہنیے شونوبان چھکھ
زوہنہ چھے لیٹو کھمت کالمک آیے    وڑلتھس مایے ہا مدلو

شاہہ گٹہ لٹہ اکہ میدان درایے    ترٹہ عشقنہ مبے وُجنم مایے
اوبہر تلہ وُزملہ تام نتہ درایے    وڑلتھس مایے ہا مدلو

بے زھاے شمع پیرہ بزلان آے    امہ کے گاہ چھم ہر بازار
وُچھکھے پیروانہ لاگ بے ولیے    وڑلتھس مایے ہا مدلو

مجنون وڑلمت لاٹہ ہنز مایے    ہر دم زھاران سہ پینو لاٹ
بجدس پیٹھ تس لاگہ آیے    وڑلتھس مایے ہا مدلو

زُلفکہ زالہِ یِم وَلتے آیے    بدنس للہ وان کراے تو
دُچھوٚنی مہ تھاکھ زُلفچہِ گرایے    وڑولتھس مایے ہا مدنو

زُلیخا یوسف ژھانڈان درایے    مصر کہِ بازار مُلہ لوٚہیمہ ہیٚن
ڈٲہتھ ہتر کوٚن بروٚنٹھ کن آیے    وڑولتھس مایے ہا مدلو

عاشقو ووٚتھ لاَے لولہ تِرِش تاوے    تِلہ کِتہ زوٚلکھ پیٚنہ نے خوٗن
ہوٚکے جوٚش تِہ ستہٕ یِم کباب آیے    وڑولتھس مایے ہا مدنو

عشقہ دریاوس یِم کمہ گراے    کیٚتہ ترِی کیٚتہ گےٚ ضایے لو
عاشقو حیات لوٚب امہِ جایے    وڑولتھس مایے ہا مدلو

شیر علی یا غوانہٕ وُچھن یے ژھایے    ہر جایہِ یار چھُم ٹھکانہٕ دار
شرف المکان یا المکین آیے    وڑولتھس مایے ہا مدنو

—o—o—

Notes DATE

# ژٕلہِ یس مَنہٕ دے وَنہٕ لتس آو

ژٕلہِ یس مَنہٕ دے وَنہٕ تس آو　　پاہنہٕ مُنزٕ پھُٹنے پان پرٕ بزٕ ناو
سو ہَم سپدِتھ بہٕ دُپن تراو　　پاہنہٕ مُنزٕ پھُٹنے پان پرٕ بزٕ ناو
دریاے محیط اولے آو　　حضرتِ جبرئیلؑ ژھانڈنہٕ دراو
فرمان سپدُس واہٕ پرٕ بزٕ ناو　　پاہنہٕ مُنزٕ پھُٹنے پان پرٕ بزٕ ناو
حضرتِ آدم لدٕ لووُن　　ملکن اتھِ لتس سُجدٕ دلیووُن
اِنکار کران تتھ ابلیس آو　　پاہنہٕ مُنزٕ پھُٹنے پان پرٕ بزٕ ناو
حضرتِ آدمس سیر بووُن　　ملکن منزٕ ئے تھبکہ لووُن
آدم بادم اَدٕ سپدٕ یاو　　پاہنہٕ مُنزٕ پھُٹنے پان پرٕ بزٕ ناو
......ھوُدرس منز باگ رٕبٹٕ سہ دم　　محکم سپدِتھ ژٕلنے غم
صبر کی جامے تنہٕ پاآرام　　پاہنہٕ مُنزٕ پھُٹنے پان پرٕ بزٕ ناو

......ھوُدرس منز باگ کڈلہ آو　　صراط المستقیم تتھ سپدٕ ناو
تتھ تران ذرٕ ذرٕ گمہٕ میبے آو　　پاہنہٕ مُنزٕ پھُٹنے پان پرٕ بزٕ ناو

دریاو اندرے قطرہ آو قطرس سِپُد دریاو ناو
قطرے دریاو دامہ چاو ناو پاہ مُنزی پِنُے پان پیرہ ہز ناو

شہ مُنزی بھقاہ لاے دریاوس ناو بھقاو پکونی ستہ داوس
ے کُے معنے ہزے پیرہ ہز ناو پاہ مُنزی پِنُے پان پیرہ ہز ناو

سخن آو زآوی جار کیاہ کرس ناو راو ہکس عالمس منز وار راو
زآوی لہ زالہ ستہ پان ولہ ناو پاہ مُنزی پِنُے پان پیرہ ہز ناو

درسفر محیط سنبین سائی کوڑ معراج شیر علی [redacted] باغوانہ چھُے یہوے تاج
حیاتکہ دریاو تن منہ ناو پاہ مُنزی پِنُے پان پیرہ ہز ناو

—،—،—

# موے خانہ اندرے موے چاو لالو

DATE

موے خانہ اندرے موے چاو لالو — ہا کلہ والو چھہا مو لعل

چونے حال چھم لبس ہیے لالو — ہا کلہ والو چھہا مو لعل

اوے دیت تھم معرفت پیالو — قطرے دریاو دامہ چاو ناو

لازوال ترے چھکھ ترول اشکالو — ہا کلہ والو چھہا مو لعل

شامہ لٹہ ہوو تھم نور دشالو — زلفکہ زالہ ستہ وولتھ میون پان

امہ جایہ مو کلن چھے اشکالو — ہا کلہ والو چھہا مو لعل

مجنون کھوو تمت نجد کہ بالو — لیلیٰ ژھاران ستہ سپد مسرور

نجد پیٹھہ لیلیٰ آیہ درحالو — ہا کلہ والو چھہا مو لعل

زونے یو دراوس چانے خیالو — خونہ جگر ہیے دامہ چوم

زون چھے روز تھ کینہہ تکہ ژھالو — ہا کلہ والو چھہا مو لعل

موے چھہتھ عاشق سپدی مست حالو — جلس تمن سپد گے باہوش

جلس تہ ہوش چونے کس کیاہ سنبھالو — ہا کلہ والو چھہا مو لعل

دۏر بر چون نسہ بو ووڈی تزالو
دۏر بر چانہ ستی سپدان سۏر

نالان چونے میونے حالو
ہا کلہ والو چھُہا مو لعل

آنہ آنہ چھے میونے سوالو
وانیے عشقنہ دتھتم حبس

اندہنکہ نار ستی بہ ژندن زالو
ہا کلہ والو چھُہا مو لعل

کینہ نکہ عالمہ کینہ بہ ژالو
گتھو کرتھو آفتاب آو در حال

شک تہ شبہ وُسی پیے ژوُل اِشکالو
ہا کلہ والو چھہا مو لعل

شُنو یہکہ مادانہ میے نیم ژھالو
کینہ نے میہ ڈیلو تھم حارت آم

غارت کرن چھے در حالو
ہا کلہ والو چھہا مو لعل

شیر علی باغوانہ خوہن پنن زالو
کلمک گاش چھے اد پر زلان

لامکان یار چھم بہتھ خوش حالو
ہا کلہ والو چھہا مو لعل

# أندرے چھم دزان تو ندرس رہہ



أندرے چھم دزان تو ندرس رہہ    مَتہ معشوقو دماہ بہہ
بہکھوتے لالو بہ کھمے وہہ    مَتہ معشوقو دماہ بہہ

اولے ما ساہ اوسس کہنہ    جُدا کوز تھس خطاہ گیاہ چھ میٔہ
دوُر رُک آزار لکہ وُن میٔہ    مَتہ معشوقو دماہ بہہ
کیاہ اللہ یکھنا میٔہ شہلاو    دو دُمت باغ میون وونی پھولہ نلو
یہنہ چلاتے بو سنبھالے وہہ    مَتہ معشوقو دماہ بہہ
سَتہ بو واجتھس کوتو لاجتھس    ذرہ ذرہ شنہ ماآنی برہا گاجتھس
ہارنی تاپن گنڈ تم رہہ    مَتہ معشوقو دماہ بہہ
جُدائی چاآنی کہ شر زالہ بو    فِدا بو سپدے ژہے مے پتامو
خدارا پھیری نے میونے سر بہہ    مَتہ معشوقو دماہ بہہ
جمع یپلہ بو ژے کرتھس    طمع چون چھم دوہس راتس
امار چونے پتن میٔہ    مَتہ معشوقو دماہ بہہ

Notes DATE

| | |
|---|---|
| پانس پنہٕ نس کوٗرُم پاٗراو | شیچھ میانہٕ منصوٗر مارنہٕ آو |
| زاہدو کتہٕ ہسا لایہ میے | مَتہٕ معشوقو دماہ بیہہ |
| نوٗح ؑ نبی ناوِ منز لایان ناد | زالتس سٔے چھ کران یاد |
| نوٗح ؑ ہنز ناوِ وس وار بیٹھ بیہہ | مَتہٕ معشوقو دماہ بیہہ |
| حضرتِ موسیٰ ؑ کوہِ طوٗرس | مبہٕ منز للہ وان جانس نوٗرس |
| وُنی دیتھ امہٕ جایہ لو بمکھ میہ | مَتہٕ معشوقو دماہ بیہہ |
| مجنوٗن ژھانڈان نجدہٕ بالن | وولُمت لالہٕ ہندی خماو خالن |
| نجدس بیٹھ کتہٕ گرِ چھُے میے | متہٕ معشوقو دماہ بیہہ |
| سرے منزے پمپوش آو | نیلوفر، صنوبر، مدور چھاو |
| گوہر ژوَن سیتہ قرار میے | متہٕ معشوقو دماہ بیہہ |
| درگاہ واتِتھ ہے تابان | شیر علی باغوان پور تھاو دھیان |
| بڈ ڈلہٕ عاشق پراران ژلے | متہٕ معشوقو دماہ بیہہ |

# بہٕ دامس شامہ لٹے وارٕ لٔجس

بہٕ دامس شامہ لٹے وارٕ لٔجس
وٕنے کیاہ زُلفِ شہمارن بہٕ ڈٔجس

بہٕ لاَجنس لولہٕ کِس اَتھہ دریاوس
مٔہ بھتاوے پکہٕ وٕنی ناوستہٕ واوس

بہٕ ناوے منز ہن ہن ہاگٔجس
وٕنے کیاہ زُلفِ شہمارن بہٕ ڈٔجس

زٕ یارن کٕرِتھ تراَونس اندر راہ
مُرِتھ عاشق زِندے سپدان چھُ واللہ

گژِھتھ زندے بہٕ باغس بھرِ ہاپٔھجس
وٕنے کیاہ زُلفِ شہمارن بہٕ ڈٔجس

ھُوالاوّل ھو الآخر چھُ پاَغام
گھٕٹِھ جامن اندر ژھُپے دلارام

زٕ ٹھتہٕ سے دربارے ہا ژٔجس
وَنے کیاہ زُلفِ شہمارن بہٕ ڈٔجس

ژٕ دریاوے منز لاے سہ بھتاہ
ژٕ ہین سہتہ ستہٕ پٔنن پیرِ مولا

کٕرِتھ بھتپھ دامانس بال بہٕ لٔجس
وَنے کیاہ زُلفِ شہمارن بہٕ ڈٔجس

سہ دے دوٕن میمنے منز باغ ژٕٹھِتہ مائے
للونی عاشقن بدلنس چھپے سوے کراے

لٔبھتہ سوے جاے بہٕ باغس ہی ہاپٔھجس
وَنے کیاہ زُلفِ شہمارن بہٕ ڈٔجس

بہ لاجنس زالِسے منزر زال بازن　اویزان زال تر آوِتھ چھم ہیر لبون
بہ ز آولِس زالِسے منزر وار لجِس　ونے کیاہ زُلف شہمارن بہ ونجِس
تہ دے یوسُف تابان چھم ہر جا　زُلیخا زالِہ لاجنس ہا بہ بالله
بہ مِصرس ڈھانڈان ہن ہن با گجس　ونے کیاہ زُلفِ شہمارن بہ ونجِس
تہ دے مجنونن یہِتھ چھم نجد بالن　بہ لیلیٰ رات دوہہ رَوزس ہونالن
بہ نجدس بیہتھ وآتھ حالن ہاوجس　ونے کیاہ زُلف شہمارن بہ ونجِس
تہ موسیٰ کوہِ طورس پیٹھ روزِتھ　دِوان آکو چھے پے چھون لوٗزِتھ
بہ طورس پیٹھ روزِتھ ہی ہو پکجس　ونے کیاہ زُلفِ شہمارن بہ ونجِس
تہ دے معشوق روزِتھ چھم لامکان　تہ شیر علی باغوانہ کینہہ نہ زانن
تہ زانتھ دم بدم سجدس بہ لجس　ونے کیاہ زُلفِ شہمارن بہ ونجِس

# پانہٕ روز بیدار ژٕ وٕنی پیار ہن



پانہٕ روز بیدار ژٕ وٕنی پیار ہن — ہے ہا لولہٕ نارن کوٚر نم سوٚر
سوز ہے بوٚز مس مَنہٕ چین تارن — ہے ہا لولہٕ نارن کوٚر نم سوٚر

اولے لیس وٚول یارٕ امارَن — دمہٕ دمہٕ روٚزِتھ چھُے خبردار
گوش ہُے دارِتھ طوطہٕ گفتارن — ہے ہا لولہٕ نارن کوٚر تم سوٚر

عاشق زولُمت عُشقنہٕ نارن — ہا جمع تمہٕ کُے شیخ منصوٚر
اَن پوٚر منصوٚرن منٛز گفتارن — ہے ہا لولہٕ نارن کوٚر نم سوٚر

معشوق پننہٕ ئِے یِم روٚودی گارَن — دمہٕ دمہٕ تمنہٕ سپدان حضوٚر
ہر ذرہٕ دیدار چھُے ہوٚ کارَن — ہے ہالولہٕ نارن کوٚر تم سوٚر

لولہٕ چہٕ رزِ لیس پان روٚود کھالان — شہمارہٕ زُلفو وٚولُس پان
بہٕ نچھتھ ترآونس کالہٕ شہمارن — ہے ہا لولہٕ نارن کوٚر تم سوٚر

Notes DATE

کل کر یاآدا سوڈرس تارن    دمہ دمہ پالنس روز خبردار
عشقک پے دیت نبیؐ سردارن    مے ہالولہ نارن کوڑنم سوُر

سیر بوو یارن نبیؐ تاجدارن    سیرک معتے گار ساپلوُر
تمھ نسہ پان دِکھ کھوٹین گفتارن    مے ہالولہ نارن کوڑنم سوُر

عاشق تاوِ منز پان رکوذی زلالان    عشقُن دریا دامہ چوکھ پلوُر
وصلچ شربت اصلس گارت    مے ہالولہ نارن کوڑنم سوُر

شیر علی باغوانہ ہا دمدارو    دمہ دمہ دمسے روز خبردار
بولہ وکت گستوُر پچھے دمدارن    مے ہالولہ نارن کوڑنم سوُر

Notes

# حال میونے روشن چھ لالس

DATE

حال میونے روشن چھ لالس — کلہ والس وندسے لال
موے چاونس لولکس پیالس — کلہ والس وندسے لال

کُن فیکُن دوپنم حالس — کُنزن اَمی ہندی کیاہ دیت جلاو
کوڑ میٹھ بسم اللہ مہرکس پیالس — کلہ والس وندسے لال
لولہ لاہنس زاوی لیس زالس — بے عارس آس نے عار
وعدہ سارس وعدہ بو پالس — کلہ والس وندسے لال

وُچھتہ کیاہ بنیوو منصور لالس — ان پران کھوت بر دار
کُن فیکُن پیٹھ کنہ دارس — کلہ والس وندسے لال
دمہ سوُدرس لال بو کھالس — دمہ دمے روز خبردار
دامہ شہمارے چھیے لس بہ حالس — کلہ والس وندسے لال
گچھ گُنٹھے شمع لو زالس — لچھہ ناولو یتہ در حال
تیلہ گتے خوُنِ دل بہ زالس — کلہ والس وندسے لال

شیخ صنعنس تَس ہوش دارس — ہیٹنز کورِ پیٹھ گوو گرفتار

تَس پھِھے ملہ دَن ستھ الوارس — کٔلہ والس وندسے لال

دَمہ سوٗدرس توٗبہ پَن کھالس — لوٗبہ ناوان چھُھم مدلوار

غوٗبہ کیاہ سہ گوٗس روزہم ناحالس — کٔلہ والس وندسے لال

بیٖب زلیخا یوٗسف لالس — درایہِ ژھانڈان سر بازار

مس گاٗمژ عٔشقنِس حالس — کٔلہ والس وندسے لال

کھوٗت مجنوٗن نجدکس بالس — لاٗلہِ پتہ ئے سپُد مروٗر

رنِد ژاوو زِندے مزارس — کٔلہ والس وندسے لال

وٲیر ترآولس منز دریاوس — پیر میوٗنے ہیے مددگار

میر محمد صاٗب ستھ ہر حالس — کٔلہ والس وندسے لال

شیری علی باغوان ڈٗہرکس حالس — منز واٗتتھ پلوٗر شہباز

زرٕہ زرٕہ ہیٚوٗر سینٛہ آہ واٗلس '' -'' ''

# دیدن منز باگ للہ ؤن شاہ

DATE

دیدن منز باگ للہ ؤن شاہ
منہ پر لا اِلہٰ اِلاَّ اللہ

سر کر آدم آو کیاہ
منہ پر لا اِلہٰ اِلاَّ اللہ

تیٚلہِ ماکینہ اوس یێلہ اوس حے
ذرہ ذرالتس کوٚر نم طے

جیس معنے شمار چھا
مُنہ پر لا اِلہٰ اِلاَّ اللہ

تیٚلہ ما اوس ملک فلک
تیٚلہ ما اوس تاج یا تخت

یێلہ اوس پلنے شہنشاہ
مُنہ پر لا اِلہٰ اِلا اللہ

ژورِ چیز آدم آڈرووٚن
ملکن منز باگ ہتھکہ لۆوٚن

اردن خلیفا آیہ پر با
منہ پر لا اِلہٰ اِلا اللہ

ملکن اَتھِ یمس سجدہ دیووٚن
آدمس کٔن اِشارہ ہووٚن

انکار ابلیس خار گوٚو نا
مُنہ پر لا اِلہٰ اِلا اللہ

آدمس اَمہِ جایہ سپر لبووٚن
الست بربکم فرمووٚن

قالو بلٰی اقرار کیاہ
مَنہ پر لا اِلہٰ اِلا اللہ

ذرٕ ذراتہٕ کِنہٕ وُچھتن عیان    کن زان پانٕے حیات مان

توحید تحقیق امر چھُے نا    منہٕ پر لا اِلٰہ الا اللہ

کلمے توحید کرتن تحقیق    شرک ژھن ترٲوِتھ بنہٕ لیو دید

وحدہٗ لاشریک کن زانتا    منہٕ پر لا اِلٰہ اِلا اللہ

لا دِتھ ہیم گرٕزھ پراوُنے    دل گرٕزھ کلمہ پرناونے

شاہ لیس دیدن لتس غم کیاہ    منہٕ پر لا اِلٰہ اِلا اللہ

کُن ذیکن ینہٕ لبو ونم    پیرن پینہٕ نی کینہٕ ہوونم

مرشد میون چھُے کینہہ نہٕ واللہ    منہٕ پر لا اِلٰہ اِلا اللہ

من رانی فرموونم    فقد رائی حق ہوونم

گواہ فرقان سہر کربا    منہٕ پر لا اِلٰہ اِلا اللہ

شنید ترٲوِتھ دیدٕ گارتن    یی فرموونے سٕ ۳ سر دارن ۲

ستہٕ چھُے پالنس ذرٕ دوٗر ما    منہٕ پر لا اِلٰہ اِلا اللہ

مآیں مو روز خواب خیالن — نادان وڈلمت اُمر زالن

عاشقن دیدن عیان شاہ — مِنہ پیر لا اِلٰہ اِلاّ اللہ

سلسلے قادری حق برابر — شیر علی باغوانہ وندلس سر

پِرشتے پالس نِشہ ملے جمع — مِنہ پیر لا اِلٰہ اِلاّ اللہ

-۱-۱-

# کلمے پرکھ

کلمے پرکھ کلمے سرکھ حیاتک مس چاوِنے

کلمہ سِر کوٚر عارفو تہٕ عاشقو کلمہ چھےٚ گُزٕک دریاو

کلمہ ستیٚ تموٚ چھوٚو علمٕک دریاو تم وآتی لامکانے

کلمے اوٚل کلمے آخرِ کلمے چھےٚ آشکار

کلمہ ستیٚ بخشنے آوٚمس تہٕ سپارِ قرآنے

کلمے پوٚرنے شیخ منصوٚرن توشان کھوٚت بردار

کلمٕک میچھر روٗٹ زیٖر بمن کلمہ ستیٚ چھ وزانے

کلمہ پٮ۪ تارِ چارِ شیر علی صاٮ۪ن حضرت بل چھ آسانے

Notes

# یا دیدن نہتہ درمن تے

DATE

یا دیدن نہتہ درمن تے — باآئی ونتے واتہم یار

لولہ نارن زآ جنم تن تے

باآئی ونتے واتہم یار

زورِ چینز چھس آڈرن تے — سور سامانہ گنڈِ تھاو

کرِ تھ پارآو دون عالمن تے

باآئی ونتے واتہم یار

جامِ عرفان چھے چاون تے — پایہ بڈی بے ونتہ کیاہ ناو

کینہہ نہ اندرے کینہہ ہاون تے

باآئی ونتے واتہم یار

اولے نور زھوہ مارن تے — ذرہ ذرات آمہ نش دراو

رٹ آدمن دوہن دیدن تے

باآئی ونتے واتہم یار

بُھوہ کمانڑ زِہہ چار بن تے        مژہ تیر و کُورم پرکال

یم زخم کبھتہ پوڑن تے

ہآئی ونجے واتہم یار

وُٹھ زِہ انار کیاہ شنوبن تے        دند چآنی عآنہ مختہ ہار

ٹھنڈ کرلنس ونڈے بدن تے

ہآئی ونجے واتہم یار

رویہ والضحیٰ کیاہ تابن تے        مویہ والیل مُشک انبار

عآئی زلف چھی عاشقن تے

ہآئی ونجے واتہم یار

نارِ پستان زآوج تن تے        خاصہ بدن نُورِ انوار

للہ ناوتن دون دیدن تے

ہآئی ونجے واتہم یار

اَجھ نازُک رَنگِھ نم تے خوُن عاشق سپُید اظہار
ضرب جگر دِتی عاشقن تے
باآئی ونجے واہم یار

سوُرج گچھ مانز دوُن پادن تے مُلِتھ دراہم مشلہ آفتاب
سر آلوے چانن وتن تے
باآئی ونجے واہم یار

قد لاحد نوُر چ تن تے من رآنی اندر کتاب
فقد رآئل حق للہ نا دتن تے
باآئی ونجے واہم یار

کُن فیکن پانس کھن تے وُسی چھ ہوان دوُن ہُند شمار
کُتہ سے ستہ کُتہ بن تے
باآئی ونجے واہم یار

شیر علی باغوان ستے ستے ہن تے

دغدار چون پچھے وہ میدوار

پیر ستے چھُم دون عالمن تے

باآلی ونتے واتہم یار



Notes

# نفسن سِتّن ہتھاو پوڑ دھیان

DATE

نفسن سِتّن ہتھاو پوڑ دھیان     یُتھ نَسہ پالنس کرکھ نُقصان
غفلت تراو فرمان مان     یُتھ نَسہ پالنس کرکھ نُقصان

اولے نفسک آو فرمان     نفسے پزی پاآٹھی اللّٰہ مان
نفسے آو الانُ کمَا کان     یُتھ نَیہ پالنس کرکھ نقصان

نفسے ابتدا تا انتہا     نفسے چھُمو شہنشاہ
نفسے تختس ہیتھ سُلطان     یُتھ نَسہ پالنس کرکھ نقصان

نفسن سِتّن کُیس ہتھاو زان     ہر دم تُس چھے سیدان عیان
من کان دھنڈ ھی آیہ فرُقان     یُتھ نَسہ پالنس کرکھ نقصان

آدم تہ ہوا کوڑنم ساماں     پانے دِسِل تے پانے چھان
پانے لدان تے پانے لہران     یُتھ نَسہ پالنس کرکھ نقصان

یہوے مالِ دنیاٹ فنازان    طمع امہ کے چھپے نقصان
در قرآن قلیلا آو فرمان    یتھ لسہ پالس کرکھ نقصان

پونہور شمعس گتھ چھپے کران    بے وایہ زالان پتہ لئے پان
کیاہ سنہ گوس دگ کونہ للہوان    یتھ لسہ پالس کرکھ نقصان

اثباتِ وجود نشانہ مان    وحدت الوجود موجود عیان
مغزِ وحدت رندٕ چھی چھپاوان    یتھ لسہ پالس کرکھ نقصان

شیر علی باغوانٕ نفسے کُل    نفسے پھولہ دُن ہر تھر گُل
من عرف نفسہٗ آو فرمان    یُتھ لسہ پالس کرکھ نقصان

# خدالوزن

غم زدن دل پھلن خدالوزن — شاد مولا کرن خدا لوزن

آہ و زاری کرو سمتھ ساری — عرضین پھیر لگن خدالوزن

بے کسن عاجزن تہ مسکینن — داغ جگر کی بلن خدالوزن

حض نبیؐ یٹلہ تلن شفاعتس دس — اُمتس دے گرٹھن خدالوزن

اسہ چھر زانتھ گوناہ سہٹھاہ کرے متی — مغفرت از بنتھ خدالوزن

بنن